# بانگِ انقلاب



رنجورِ کاشمیری

شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجرانِ کتب
و مالکانِ قرآن منزل مائسمہ بازار امیرا کدل سرینگر

چھاپ شیخ غلام محمد


# بانگِ انقلاب
## حصہ کشمیری

مصنفہ
عبدالستار رنجور اعظمی کشمیری کیگام پلوامہ

پبلشرز
شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجرانِ کتب
و مالکانِ قرآن منزل مائسمہ بازار امیراکدل سرینگر کشمیر

باراول تعداد ۱۰۰۰
در ۱۹۸۳ء
قیمت ۱۲/

قیدِ گیسو میں قیس و کوہ کن کی آزمائش ہے
جہاں ہم ہیں وہاں دار و رسن کی آزمائش ہے
غالب

16188

## اعلانِ ضروری

# فہرست مضامین

# غزل

میخانہ ساقی پانہ بو پیمانہ بنِت آس

گت کٔنز مِہ شمعس پت بو ادٲہ پروانہ بنت آس (ادٲہ)

منصور آستہ مفتیو لد نوٗ ہس دارس

گھرِ مولوِیہ سٔندہِ بیہ بو لو مستانہ بنِت آس

دُ کھٹ قطرہ بنِت تھزرہ پیٹھ یلہِ وٗثر مِہ ور دریاو

ادہ خطرو نیرِ تھ بے بہا دُر دانہ بنِت آس

گس یلہِ مِہ ہیوت ادہ سُرمہ گوم بادام چشمن ہُند

دِل عاشقن تبسلاوُنک سامانہ بنِت آس

ئیلہ دیوتہ سر ہٕنٛز پان سرکشِ لِترہ کھشن تل

تیٔلہ ٹھوٹھ چیزاہ چانہِ زلفوک شانہ بنت آس (لوٹھ)

ہِیٔز لتھ مِہ آستہ مِیٔز تہ ژولوم کوندِہ اندر نار

اَدہ یوت رنگین خوان رنگین بانہ بنت آس

تیٚلہ گومہٕ تحقیق وارہ یوی چھوس لیل یوی مجنون

ییٚلہ دیٚیتہٕ مہ سجدس سجدہ ادہ دیوانہ بنت آس

ییٚلہ ییٚلہ مہ سپدُم فان تیٚلہ تیٚلہ پان × بدلاوُم

ہیبہ زندہ زمس زندہ یُو مردانہ بنِت آس

مہجور پرأنتھ ہیبہ لوتھ نوٕ ورگہ آسس رنجور

نو سازو سامان تازہ نوٚ افسانہ بنِت آس

---

# غزل

ھگوٗ دٗتھ دِلا دٗتھ تھود سلاح سامانہ بنت بنر

پمپوانہ چھی دیوانہ شمعدان بنت بنر

ذاتس ژہ ہمت چھوی خطاب ژی اشرف المخلوق

تھدہ پایہ عالیشان چھک انسان بنِت بنر

کامِل بنیومت چھوک اگر عاہل ژہ وئن بن پور
وُونہ پیٹھ ارادن ہمتِ مردان بنِت ییر
بن قطرہ پے دَرپے رپٹن پان ترادُ خطرس منز
آرھ کولن گنٔرزنادُ نو طوفان بنِت ییر
سنگرن تہ بالن دنیرہ پیغام بترزِ صُبحُک داوُ
وُزہ ناوُ زیچھ مَژہ ہندرِ گُل اعلان یَنِت ییر
وُوتھ گنڈِ کمر ہنگامہ ٔ اگ مازندرانس منز
لنۍ لدژہ رکھچس رُستم ایران بنِت ییر
فرہنگ تہِ جنگس دراُ درمیدان ٹوا اُن ٹنگ
تہو نام سامن پاٹھ پہلوان بنِت ییر
کوٗرن غمن بن مشکلن مشکل گشا پانے
مرہم چھُوکن دادِن دوا درمان بنِت ییر
رنجورہ شعر کہ زورہ پھِ لناونہ ژہ کنڈن پوش

بن پانہ بلبل پانہ گلستان بنت نیر

عاشق چھو سُوی لیوُ زندگی گذرادِہ نارس منز
اِیٔ ساتہ ساتہ آم بینت بِی مہ بنت گو

مہجور
۱۰ فروری ۱۹۴۷ء

# قومی اِنقلاب

خوش روز پوش بلبلا وزہ ناوِ قومی انقلاب
پھوُلہ وُن بہار بیہ آو گُل پھولہ ناوہ قومی انقلاب
سر سبز شاداب خوش پژمردہ گومت گلُستان
وہراژ ہند باران بِلہ برسادِہ قومی انقلاب
ہو ہرایہ ژھرگ دادہ کرِہ گگہ رایہ وُزہ ملہ ڈوکھ
پیغام سو ننگ جابجا پھِرہ ناوہ قومی انقلاب

یم تازہ گل پٹرداؤ ئت کم سرو ٹھلمئت جاہلو
یم نقشہ پانے باغوانس ہاڈہ قومی انقلاب

سینک سبق پرمیاں گوڈہ کینک تہ حدک جابہ چھپ
دینک تہ دھریک بنای شک ژلہ ناوہ قومی انقلاب

یتہ ہائنتہ ببہ برار دودہ وارہاکہ ژرگٹ شال
سہہ رامہ بون ببہ روس یکسان نھاوہ قومی انقلاب

ڈوتھ تل قدم بن شیر بز تاخیر سرگز ونئ مہ کر
سرمایہ داری ہند کمر فوڑادہ قومی انقلاب

رنجورہ چھک اکھ زندہ دل ونئ کیازہ تھاونہ ژہایہ پن
اتی چھیو مقصد اکسہ تی انتزادہ قومی انقلاب

۷ مارچ سنہ ۱۹۴۷ء

# خطاب بہ جوانانِ کشمیر

دلاوارو ایّو ساری دِلو دِل شہسوارن سیت
سلاح سامانہ گنڈتھ پھٔو پکٔن دُشمن زور دارن سیت

مرُن بہتر ڈرُن کتہ وئی ذرن مظلومہ سندزی غم
پھو حسرت بوڈ مصیبت یُن بسر بد روزگارن سیت

پہستی نامرادی تس یمس ضعف آسہ ایمانس
کِتھ گنڈن شوبیا اندرہ بہنٔ ؤن نابکارن سیت

دلاوارن تہ بہدورن گنڈکن آسان پھو دریدان
ہنگن تہ پلنگن کام آسان سنگخارن سیت

الکس مجنوان صفت بیدار طہ ہشیار انسانس
پکن پزہ تو پکن اربابنی پتہ ہوشدارن سیت

بنو ترکی جوان افغان ایرانک پہلوان ہیو

کرِن جنگ چھُوٚ جہاد دِیُٛن ظالمن سرمایہ دارن سیت
امامن ونیکن سانیٚن شہید سپُدن حقس پت پیو
لڈُن سانیٚن صحابن پیو بڈن ظالم کفارن سیت

وتھو مظلوم قومک جھنڈہ ہت نیرو میدان دِیُٛن
چھوے دمدار قومُک غم کھیو غمخوار یارن سیت
حرف تراوتہٕ ژہ کیا رنجورہ چھوی عملی ثبوت دِیُٛن دیون
صرف قومس پتے کر زندگی بچھ سرشارن سیت

۳ر اپریل سنہ ۱۹۴۷ء

# فریادِ بلبل

دنان بلبل چھو گلُ ہیتھ باغوانس نالہ زاری کیا
چھو کھے علی چشم والی ژہ اَسہ ہیتھ ایثر خواری کیا
اڈیُن پوشن برونٹھ گوڈ اڈ گمت ژہ مردہ بثر حیران

اڈین زلگا دتوت رنگین گلو ہژ شرمساری کیا
یمن سنگین دلن رنگین گلن ہند خارہ کوتاہ ادس
ژٹنک اڈہ پھٹل تہ کینہہ پھلمت کرک گل سنگساری کیا
پہہ پانژال کاوکرس مردہ مارس زن ہجوم تراوان
غریبن پیہہ گریبان ہند پاٹھ یژ سرمایہ داری کیا
گگر خوگرگمت واراہ تبر درامت پہہ زن لوٹس
لوان دیچن اندر سنبرت پہہ لوٹش لاکہ ساری کیا
ژریو کمہ کھیتہ کرہ خالی پنن اکی کرک مضبوط
یمن ژورن تہ بدماشن یڈن ہنز رازداری کیا
یکے بعد دیگرے ہا غس کران غارت ژٹان پوشن
نمبردار نابکار ظالم تہ جابر ذیلداری کیا
مہربانی حکومت حکیم سلطانی قدردانی
ینیے لیٔ رامہ بوئیٔن اتھ تتنے یژ خام کاری کیا

دچھم سبز تازہ گی پوشن خزانن سُور نتھہ گمژ حاصل
پھہ دُن بادِ بہارس تم گران یتہ انتظاری کیا

چھُو کمے رنجورہ بلبل وصفِ گُل پیداژہ کرپانس
بنیت خوشبو گلابی عطرِ چھک باغس ژدپاری کیا

۱۹ مئی سنہ ۱۹۴۷ء

# فریادِ بلبل

وارثِ گلشن چھُہ بلبل دادہ لگمت کر نظر
دادہ سانس مہربانس باغوانس دِن خبر

میانہٕ زیوہ تس باغوانس دنزہ ساروی حال احوال
دھیان نے یمہ گلشنک تھاوکہ گلشن آدی زوال
کا دژای باغس توی یتہٕ بلبلو تل شورو شر

واده سانس مهربانس باغوانس دن خبر

کیا عجب رنگین واحلی باغ سون فردوس زن
خوشنما رونق فضا رنگین گلو بنبر چمن
عشرتک ایام چهاوان ژور دور کیا نوار

واده سانس مهربانس باغوانس دن خبر

قدرتک دیوار باغس کیاه کرته بالاتری
ڈیڈوان شهمار شاثر پهره در جن و پری
بلبلن امر کمن مگر از حد غشمن کرمت اثر

واده سانس مهربانس باغوانس زن خبر

(پنیو)

ابتر کھیوپر دیوته باپنو چهه پرانی هند کلام
غیرتی بیگان چهاوان باغ پنن پهٹه حسرتم
رتم تلات بیتر دیور اُسس جیران دبانی اندر

واده سانس مهربانس باغوانس دن خبر

ناتوان بے علم تے بے کسب بیکس بے ہنر
بلبلن ہند کار دانا باغہ منزہ ییران ہنر
چھوسی ژہ معلوم پھک پوان بیرن جہاتن ہنز سفر
دادہ ساانس مہربانس باغوانس دن خبر
باغہ کئن جاناورن ذمہ دار باغک باغوان
لولہ کئن پوشن حفاظت لولہ ستین ییُس تھوان
شاد و خوش آزاد بُلبُل روزہ پیتھہ چمنن اندر
دادہ ساانس مہربانس باغوانس دن خبر
جانوارن منز سُٹھاہ بُلبُل چھُوژ عالی دماغ
خوش مزاج نے آشِہن انتہ ژھارہن ہا پوشہ باغ
رودشہ چھاوان لو بہار کے خوش ہوا نازک جگر
دادہ ساانس مہربانس باغوانس دن خبر
شور و تہ ہو ہنز گلشنس بلبل کران پیٹھ نالہ زار

والیٔ عالی حشم گلشن پناہ کرتن ہُشیار
با فصاحت بوزناوتن حال سانٛ چھی در نظر
وادہ سانٛس مہربانس باغوانس دِن خبر

ورتھہ غم بلبلن ہند دل گمت ازبس رنجور
ظالمن جاناوَرن ہند لرزنی کرنُک قصوٗر
چہرہ چھینٛ گولنٛ ہکن کیاہ ناتوان دارِتھہ سپر
وادہ سانٛس مہربانس باغوانس دِن خبر

وادیٔ کشمیر جنت خوش نظیرک باغوان
یُس چھُ پوشنس با ادب روزتھ تہ حالاتن کرِ بیان
بلبلن رنجور دلن مظلومنٛ ہند چارہ گر
وادہ سانٛس مہربانس باغوانس دِن خبر

۲۱ مئی سنہ ۱۹۲۷ء

# پنجرک جانوز

رؤزِ ناکانہہ بوزِ نابیہ میانہ دردک داستان
ژہارِ ناکانہہ چارہ میُون آوارہ چھُوس درقید خان
جانوارا جان اوسُس خوُب صوُرت سنہری
خوش یوُدن اوُسُس تیوتہوی یتہو سارنیٔ آئےدُل برمان
ناگہ سبزارن بو بھیران گلشن اوُسُس دوہے
دراس دُوہہ اکِہ جایہ اکہ تام نظرہ آم گلستان
تتہ گلستانس اندر رٹُونم دلئَ تامت قرار
بول بوشا آبشارن منز بو اوُسُس تہتو کران.
کائر پچھِ تل ترادمژ آسم بو اوُسُس بے خبر
غفلتچ نندر گیئم غالب بورُدوس بیگمان
قُلقلہ ہیُوگوم گوشن گوس بہِ تامت ہُشیار

چشمہ مژراؤم وچھوم تامت بولگمتو قید خان

یمہ بوردمتو اوسنس تمسُند پنجرہ ہتیہ ژھونس کیتہ

اگ خریدارن بوہتونس مثل تہ تھونس قید خان

ؤن زنگن زولانہ چھم ییہ گنڈ پرن دِت تھوپ اچھن

ییہ بو یتھہ پنجرس لگوس تنہ چھوس گمتوژ ناتوان

چھم کلیمژ زیوکنن چھم زرمت پھوس اُن گمتو

بلبلہ گھرژھم تیلہ ماپوان چھوم چھوس مران بی آب و نان

چھوم تمنا آرزو ییہ وُن پرن کنڈہ ہا بوواتس

چھم اُمید ؤن تیرہ ہا ییہ پھیرہ ہا در بوستان

پھوس سنگینس منز لدتھ چھوم فیرنس کن گُن مہ وار

بند گمتو چھوس گیا ونہ آسم خیال کم کم وتھان

تولہ ہا کمہ حالہ چھم ژھٹ تالہ پیٹھ کڈ مژ غم

باوژ بچہ چھم ضایہ گیمت ہا ی وای چھم رتم کران

چھُم صفت اَکھ ٹھول سُونہ سوند چھوس بوزاں تاہر صبا

سُوی صِفت نَے اَسہ نَتہ واتہ ہم مایتھہ زیان

یِمہ خریدارن سور وگیمٕز دیارن بو ہتھو مثل چھولسَ

کھیوٗ نفع تتہ میون تِمو یِیہ مثل بو ہتو تس پنجرہ سان

حال دِیمس سر بسر پتہ کال کرِہس زارہ پار

عار انصاف چھُس سنگدِل دراو یتھو نا مہربان

دِن دپوسس تراو تم یِلہ روز دپوخم انہ پگاہ

اکھ حرامزادن وُپس تام وای ہرگز زاہ مہ مان

چھوس نہ نقل لیو دِوان سوی میون دشمن دراو تو

پیش دوہ اکھ تتہ ایہ یتو تھہ حالِ بدیتھہ منگہ امان

خونِ ناحق چھس لگہ دان بُل گناہ ہیُن بار میانِ

یِیرہ نا ہیہ دُو ھ زمینس پھیرہ نا دُوہ آسمان

فکر و فاقو چھس گلان رنجور یتھہ پنجرس اندر

آس دِئن تنگ یاکرو میون چارہ نتہ بو مارہ پان

کشمیر بیعنامہ امرتسر کے متعلق ۳ جون ۱۹۴۷ء

# مُسلمانن کُن

مہ ڈیچھہ قہرس عذابس کُن اگر ایمانِ کامل پھوی
کرن قومک تہ وطنک ڈیتھہ فلاح بہبود حاصل پھوی

اگر اولادِ آذر چھک ژہ جوہر امتحانک ہاؤ
مہ کھوژ نارس تہ نمرودس ہنن اللہ ژہ شامل پھوی

دِلا کرو تھ سِلاح سامانہ ژل ہمتک کمر بند گنڈ
باللہ چانس کلس قومس ژھلس زاگان قاتل پھوی

بنِت اکھ اشرف المخلوق ژہ نش ساری بچھن خصلت
کہالت تراو نتہ ڈیتھہ تھد ڈیچھہ گمت ما قوم غافل پھوی

مکار مکرچ فسوں سازی پران قومس کران گُمراہ

وچھُون قوٗمک مخالف بوٗڈ منافق کُس یہ جاہل پھٔہ ی

یقین نہٕو تازٕہ ممکن بَن ژہ سُستی نامرادی تراو

یہ مشراوٗ نامہٕ ناممکن دلس ہنزلیُ ژہ باطل پھٔوی

تفنگ نہٕو دُنہٕو قلم تُل غیرتک قومک مقدٔر بَن

لیکھن تقدیرِ مستقبل ہیو چھُن تدبیر قابل پھٔوی

کلامُ اللہ گواہ حامی غلامی کرِنہٕ اسلامَن

نمتوٗک معنی ثبوٗت ہاوُن بناوُن قوم عامل پھٔوی

پھُوکھے رنجوٗر فاروقی ژہ دُنتہٕ غم خوار قومک بَن

علم بردار قومس پیشرو فاروقِ عادل پھٔوی

۷ جولائی ۱۹۴۷ء

## کاشرِس گرِیستس کُن

باغ ژی پھٔہ ک باغوان ژی گُلشنک گُلزار ژی

ای زمیندار کیا امین آسنہٕ کمین نادار ژی

گرِہ پٹنے سیُون تہ زیون وراوُی کوہ سپدُک غریب
چیُون امانتدار سرکار بوُڈ دیانتدار ژی

کرُ چھُت پیتھ یر ونتھہ لوگُت جشنہ بچہ بانڈ خاندرس
بوزہ ہا کھے آسہ ہا کھنا خواجہ دُنیا دار ژ ی

دیار ہار تہ مقدمن پتھ کیا گومُی لاچارہ گوک
کم خرچ بالانشین اوُسک کفایت شعار ژ ی

بوز کلُوا وشربو فرقان ولاتسرفوٗ
کیا کروٗت اسراف کرُ کرُ چھک گمُت لاچار ژ ی

قرض ژٹنس پیٹھ گنڈ تہ چھک ہُل دُھچھ قرضک تمر
تخت تراوتھ فوطہ مولہ دُنہِ دراکھ درباز ار ژی

پانژنی پانژاہ دژتھ نِشہ سوُد رس بند چھے برات
کم عقل نافہم دراک ادہ گوکھ بیتھو لاچار ژی
کتھ کوکرُ ژادر کنتھ ما قرضہ نِشہ آزاد گوکھ

نرزہ قرضہ کہ چھک گمٔت وٕنۍ خستہ مضطر خوار ژی
ایٖر تراوِتھ ہیندر تراوتھ دورہ تراوتھ چھک گھبرٕن
دربدر صبح شام پھیران بے کسب بے کار ژی
کیاہ کرِتھ حاصِل پرٕتھ ما علم رودُک بے خبر
سارنٕی یتھ نیر ہکھ بریو نتھ برونتھ علمبردار ژی
رشوہ خورن ام نمبردارن ژٕہ تھونک تتھ بدل
ذیلدارن ظالمس کیوٕت تیز گرٕ رھدار ژی
بے علم نے آسھک دٕن کتھ بکارہ او سوی وکیل
یِیٚ وکیلس روز روز اوٚسک گرژھان ہتھ ویار ژی
عِلم پرٕ تعلیم پرٕ کینہہ کاٗم یا کینہہ قصب کر
علم چھوی دولت تہ یتھ علمس کرکھ ویوہ بار ژی
وارِہ جانے گُل پھُلان آس نو نو ما چھے پچھان
نم لِو اٚن لکھ ژٹ یتہ چھک وچھان یم خوار ژی

فرقہ ہا عالم تہ ظالم گل ژِہ کُن محتاج آسس
سارنئ رِزق رسان اوسک گنجس شہمار ژ ئ
بوز قومک پیشرو احباب وننے گوشس تہاوٗ
نوش دِل باہوشس بَن تہنزن کتھن کَن دار ژ ئ
الہ بأن تُل وُتھہ گونگل کرسُونہتہ آوی برونٹہ یچھ
ہردہ رٹھ درد ج مزدیرٔ چھی محنتس وُتھہ لار ژ ئ
گندٹکمر ہمتک وُتھہ آتھہ زراعتس کرکمائ
یُدکرک حرکت لگی برکت وٗچھک درکار ژ ئ
رنج تہ سختی محنتاہ یُدوٗی دِچھت وُن دِچھہ بہار
بُلبلا ہیو گُھر بگتشن لاگ دعوادار ژ ئ
روز خوشس نہ بجورہ آخر بوز کیا پیغام آوٗ
وقت وُوت گو بخت چیوٗن بیدار بختا وار ژ ئ

۲۸ جولائی ۱۹۴۷ء

# غزل

گلرٔو یہ ما تھوٚڑھایہ گُل تُل تھد نقاب ای نازنین
گوٚزیر فرحت ما پھہ سُل چھم دِل شتاب ای نازنین

بُلبُل گلُن اکو کران ۔ گُل کیا رنگارنگ رنگ کران
بمُبرن چھہ ینبرزل بران پیٚر بیحیاب ای نازنین

جانانہ از بیچھنا بمن ۔ یتھ لالہ زارس پھُل چمن
یِم گُل وُچھتھ چھم دل برِن رود منہ تاب ای نازنین

اَمہِ مسوٚلے زن مُشس چیوٚ مُت ہیہ آرہ وَلہِ شک ہمُت
باغس وُچھم جاری گوٚمُت بوٚیِ گلاب ای نازنین

قمرِ لوٚکرُن ہیتو لول بوٚش بیہ پوشنوٚلن آو ہوش
آمتو گلن نیرتھ چھہ جوٚش وندک حباب ای نازنین

تکبیر کرٔتھ یہ بسمل کرِوتھ یہ پھَل ونی کمانن کیا بڑو تھہ

ترادِ تھہ رنجور ژھی بند کرد تھہ چھُنیخ طناب اِی نازنین
۱۹ اگست ۱۹۴۷ء

# غزل ...... بُلبُلس کُن

دلبرِ دِل کرِ دِلادر جان کر جانانہ کر
زلفِ زلزلس اندر مہ روزو تھہ دل بدل یکیانہ کر

بُلبُلا چھُوک در گلستان گُل کران چھُوی انتظار
سُنبلن چھہ ونکِنُن تُل قدم تیز سُنبلن دیوانہ کر

پوشہ چمپن جلوٕ ہا وان تتیلاوان چھُنک گلشن
چھُنک ژہ عاشق لاگ معشوق نتو شمع پروانہ کر

گُل کرِتھہ مسحُور کم افسول پرتھ رِ پچ کرِ ہتھہ
وُن دِوان گیہ چھُو گُل ببہ ننٕ رتی افسانہ کر

زنگہ بلبل پوشنُول کستُور قمری کادہ پُوت

چاڻ وردش گيبه وڃهتھ ڇيوڻ تے ديوانه کر
ناتوان صيّاد لاگت پهوى ژهلس زاگان نلس
ڈيونگ پنه ٹل ڈينگه ٹل پن پهوى هنڻ جس پانه کر
زلى وچهم نارس نه شورس ميوُل گمتو دِل کر قوى
ئل دِمے دشمن مخالف جل صلاح ساماںه کر
ڈرمه ہرگز دشمن ہندس عذابس کن مه وچهه
کر بنبول گگرايه وزمله داو کر طوفانه کر
کر تيوتهوى باران يوتهه وهراتھ زن برساده رڈ
بر مقامِ استقامت ہمّتے مردانه کر
يا سکندر بن دويم اسفنديار يا کيقباد
يا ژه بن جمشيد ثانى جاه حشم شاهانه کر
يا زليخا ليل يا شيرين يا ہميه مال بن
ناگراى وسه ناگه بل شر دئن ژه زنه دامانه کر

فرہ یُس یتھ لَش چھہ پام لیُس ہیزہ بریونٹھہ اَدِ تس چھونام
دِل مہ ہار ہمت مہ ہار کانہہ سوچ پننے پانہ کر

خستہ چھک رنجورہ گومتو بستہ در دامِ بلا
دستگیری دُتہہ ژہ پننین مُشکلاتن پانہ کر

۲ ستمبر سنہ ۱۹۴۷ء

## پیامِ مُستقبل

مُبارک باغوانا در چمن ایہ جلوہ باران بوز
نوُی اکھ بُلبُلا ایہ در گلستان گُل چھہ پیاران بوز
ہمُت اندیشنی جن دیری دیوو ملک ساری
گمُت الہامِ انی کنت نو گٹن شیر خوارن بوز
امِس منظلومہ سُند آکو دیان عرشِ برینس واتِ
یہ سِبرو نو اسمانک محرمن اک ابلِ کارن بوز

ہرُن خوُن ظالمَن ہنُد وُنِ لدُٹ جنگ آسہٕ ظلوٗمَس

پھوُموٗتک پیالہ آخر چیوٗن یمَن سرمایہ داران بوز

گرٛھن غیبی ندا نصرٌ مِن اللہ وُنِ پہاڑو کمُن

پران فتح قریب وُنِ پانہٕ بوزکہ جانوارن بوز

کوہن آلہ آلہ زمینس گھڑہ بنیوٗل آسمانہ وسہٕ باران

خودی بُند آب کرِہ سیراب آرنَ الشارنَ بوز

تلاطُم سخت تیز تاریک تنگی آسہٕ دشواری

ترٛھی برپا قیامت زن زمینس تارہ چارنَ بوز

فلک برسادِہ آتش زن ملک آسن صف اند صف

کلَن زِ یوہ طوطہ گفتارن ڈلِن حِس ہوشداران بوز

عدم گژھہ وُنِ نظامِ نارسا آنانہٕ فانا گمنز

قدم بیتھہٕ تزادہ جمہوریت صدم ایہٕ سنگخاران بوز

کہالَن تزاد وتھہٕ رجوٗرہ وُنِ یدُدی دلادر چیک

سِلاح سامانہ گنڈِت چھُوی یکُن سیت زوروارن بوز

۸ر اکتوبر ۱۹۴۷ء

# پیامِ امن

اکتوبر ۱۹۴۷ء کے فرقہ وارانہ فسادات صوبجات بنگال بہار پنجاب کے متعلق کشمیریوں کو پیامِ امن و اتحاد کے طور سے نظم لکھی گئی۔ ہندو مسلم سکھ اتحاد زندہ باد زندہ باد

---

دِل ہشار رُوزِیو تیار قومس بچاوِ دِ کاشُرو
یُوتھنہ ہرگز ناوِ وطنُک منزِ چھاوِ دِ کاشُرو
جاہلتک نار یُوتھنہ ظاہر گژھتہ کرِ وطنس خراب
تعصباتن ہُند اثر قومس مہ تراوِ دِ کاشُرو
حیرتک یِم جامہ کڈ تو کامہ دِیو ہا دِوہ وُٹھ ار
غیرتکہ دریاوہ منزِ تو پان ناوِ دِ کاشُرو
کینہ تراوِ دِ سینہ تھاوِ دِ صاف از بغض و عناد

دین دھرمک زاہ حسد ہرگز مہ تھاوِد کاشِرو
کم ہمت در غم گمت اظہار اثارِ فاد
بُزدلن بیون بیتِیمن غم مہ پاوِد کاشِرو
واتہ کر مارُن تہ ہارُن خوُن آدم بیگناہ
اَستن ہِند یا مُسلمان سِکھ بچاوِد کاشِرو
ہِند تہ سِکھ سارِی مُسلمان پانہ وانِ چھوہ بائی بائی
یُتھنہ زاگِو اَکھ اکِس لول باگراوِد کاشُرو
فرقہ بندی خانہ جنگی بیت بنگال گو خراب
حال پنجابک بہارُک یاد تھاوِد کاشِرو
کُز بلائے آسمان آید کھُا خانۂ غریب
بے مرو سامانہ چھوہ حِس ہوش تھاوِد کاشُرو
ساحِلس مقصودکِس نِنہ ویکھ دُوتا تہ مک جہاز
غم کھیو ساری سمو بوُڑھہ لاگہ نادِ وکاشِرو

اُلفتک میخانہ مالامال ہیتھ آمت رہ بجوز
ﻬﻨﺪﻭ ﺗﻬﻮ ساقی ہنیو پرتھ کینہ چاوِ دکاشرد

۱۲ اکتوبر ۱۹۴۷ء

# فریادِ وطن۔موج کشمیر

خوبصورت ہیس حسین چھم نازنین ساری دپان
نادجنت بے نظیر چھم دُنیہس اندرونان
حسن ورعنائی تہ رمزِ رنگین بو ہیس ہر دلعزیز
خوبین پیتھ چھم گھڑان مُشتاق کم کشورکشان
چھم شغاعتک پیالہ درسَیت زندگی ہند دادرس
دلحزینن خستہ جانن داد دُق مے لُش بلان
دُنیہک بُڈ بُڈ تہ ہندک مغربک سرمایہ دار
ساسہ بڈ لگ دیُرہ ہتھ وُٹھے سلامے چھم یوان
دوہ گُذران رینتھ گُذران کینہہ یہان نہ دان ژوان ریتن

یم پوان تم سارنی کُن چھس رٹہ ونظرِ دِ وچھان

شُہرتہ بیاڑ اولاد مینہ آسُس اُتھی پُوزا کران

خاصکر بلیہ سون گھرہ وُوت سیدان ہُند کاروان

ہل گنڈتھ خدمت کرُم تمہ کاروانس برٹھ برم

دابہ پوئن مے کرا میرن تہ فقیرن ھر زمان

غوث حابد اولیاراللہ تہ خاصانِ خُدا

مختصر یتھہ اکثس میانس اندر ساری بسان

شیخ برہمن پارسا دیوتا مہ نُسّ پروردہ گے

کہُونہ رحیمت چھیم وَنکتام ہُندہ تہ سکھ بیہ مُسلمان

شیر چاوِم محبتک تاثیر سمہ زاڑک بنیوک

دٹہ ونجہ ای ازتام اکہ اکس لول باگران

آسہ ازتام مذہبن پتھ کران بُچون بیرِ دی

لیکن ازتام کینسہ کُن کراوکس کانہہ زاہ ہواتم چھان

سینہ وارٕت سپرہ کتہ رٕوِد ظلمٕک تیرن ژُوہے

میٛان اولادِ ہند مُسلمان سکھ رلتھ میلتھ یکان

فرقہ بندی فتنہ سازی بیٛٹھ ہیو کر تہو رِوا

حق سلامت وارہ تہونک زندہ رٕبیت الامان

فرقہ بندی خانہ جنگی سیٚیت آو قومن زوال

تہو ہیوتی در نظر بیہ رُود در امن و امان

دُنیہ ہندستانس تہ پاکستانس اندر خانہ جنگ

ہمتہ مے لش چھینہ دأتمیم آی ترادتہ بہ غان و مان

نوی توقع دِکھنس بیہ ہیُم اگر تھاون قبول

ہند تہ سکہ روزن رلتھ میلتھ تہ بیہ یم مُسلمان

پھنکی نصیحت تہو زنہ خیران سلن بیہ لوت انس

چھس ہین بارٔن شورٔن کُن نہ بہیے عرضی کران

شرح بہ کیا کتھ خیرہ لشہ تُوہ خیرہ سندہ منگتو نجات

لس کڈکھ یتہ اُچھ رٹھتھ یتہ اُوس لیُد برڈ شہر پزُ دنان

خانہ داری تو کرِ دیُن پانہ یتھ پنُنس گھرس

یوٗتھ منہ بیہ جاگیردارن تِ دیوان وُن میُون پان

آی کیتاہ غیر تے بیگانہ از تام ہیُون بیو لوٗ ی

کرِ ہتو اسیہ بیٹھ حکمرانی تہ آخر سگے گلان

تِ ہتو سرمایہ مے لُٹس ینو ہتو تھوُو دراقتدار

رُوُدتم عیش ارامن منز شراب دِ مس چوان

خانہ داری غیر دتی از تام کُر سانِس گھرس

وُچھہ مہ ساری خودغرض بیگانہ ظالم بدگمان

کینہ ژہوراپائے میون ناوُ پُول کُم میون نفس تن

گہنہ زیور تام تم لوٹر مہ آس لوٹت لوان

نینتھ نین اُدرِ دیُن دوے آس میان کاشرشرمسار

تیو بتہ ہتہ غارت گرد فرتُوز کرِ سُون خاندان

ژٕم دِژٕگ رٕیتہ کالہٕ وٕندس اون ہمو ہلکن کچپت

تنتھ تہِ آسکھ حیلہ کٔرٕ کٔرٕ لوٗٹ تمہِ لوٗٹ کران !

گوگمٕس خوٗنس تہ آسٕن ہنزٕ مٔتِن دوہ رات ڈاکھ !

تِمبوٗتھ حکتھِ جوٗرِتھ تہِ دُن وٕقتن تہِ ماچھک ژٕھٹ بنان

نال ظُلمُت غُربتن چھُک زال افلاسُک ژٕ دپارٕ

زٕچہ تہ میچہ باپت دوہس راتس ہُند روح ترسان

جَنہ وُٹ دُل رُود یم رٕیتہ کالہٕ ونٕدس تیٚرِ دو

ضابہٕ گیمت ہابہ پارتہِ زیہ دو گلن منز کٔسان

وُنٕہ تتی ہی چھکھ پتے جاگیردار سرمایہ دار

سازشو سیتہ خوٗن چوٗسن چھکھ ژٕھی رشوتہ ستان

چھکنہ تعلیم یا ہُنر یم بے خبر تھاوکھ ژُہ

بے علاج و بے قضا کیتاہ مران بے آبہ نان !

یم ہُنرمندس آسی تمہِ گیہ کامہ باپتھ در بدر !

کامہ کارِس چھا مزورِکِس پوٗرٕ ناھ اُجرت بنان

فکرٕ فاقن منز مرِان یِم یا چھہ رٔتؠ پیچھ ان کران

الہ ہا کھ کھٕنتھ چاۓ ٹیٹھ چیتھ وٕنؠ پھہٕ یِم دوہ دوہ کڈان

بُریمو کھٕنتھ ٹیٹھ دُوہ ادہ گُرِیمو چھِس دوٗ لوٗک

زُرُونُن کیا بیزہ فایدٕ میون ظلمک داستان

کانہہ نہ بوزان عار الضاف ییو کمو دیو ورٕٹھتھ

چھا اِمِس مظلومہ سُند حال کانہہ مزورِس کُن وُچھان

ظُلمہ ستمن مُند شکار یم گیہ دٕ ہے وُچھہ رنج یمو

خاصہ سُوٗزٕک ساسہ بدٕ پزٕ وَننہ بایتھ جیلخان

یوٗد ظلمک گوٗب گمُت چھک سوٗرٕ واندرِ چھک پتے !

زٕور مسکینن تہٕ یِن دِن ظالمن گردن دنان !

آہ و زاری کھنٕت اِمِس مظلومہ سُند بر آسمان !

دوہ تہٕ چنم دِتھ نادیٕ انسان یوٗت اکھ نوحہ خوان

پھاٹنا دیم اوش کو ہن بالن ہنین غم دو کہ وَنت

یس چھوا مشہور ییتہ قومی شعر خوان

۳ نومبر ۱۹۴۷ء

# نو پیغام

دِلا دُو تھ کر سکھر سوئے فلک پرواز تراوُن چھوی

نُوس دوُرس اندر ینتھ وُن نوی دُنیا بساوُن چھوی

یہ زہن دسواس تراوِنہہ وُنتہ دلیرن سیت کرانھہ واس

خودی انسانہ کر پیدا پتھو دوی پدشان تھاوُن چھوی

ژٹنہ زنجیر دراکھ جبر چ طناب صبر چ تبر وایتھ

کرنہ مسمار ظلمک قلعہ ووُن ظالم گرادن چھوی

اصولوکین بنیوُنت توپ چُھک بجید گمُت بیخوف

اُٹھو ہم بن تہ وئن دشمن اگر یکدم وڑادن چھوی

کمو مُشکل عمو فکر دِ تہ تفرقو تہ وئن تراویو کھ

مگر دشمن پتے چھوی د وِنہ ہِنُن جس پانہ تھاون چھوی

چھہ پانزال کاوُ اِنسان کھاوُ تمی خونخوار نُن ہیت ترا

مقابل لگ ہِتن دِکھ چھڈگ وطن ہرگاہ بچادن چھوی

ٹالن چھوی ہُنُن لسن د ہم غازی کم لاہیو

پِنُن پان بیتھ جہالس نز اگر آزاد تھاون چھوی

دلِستا منت اچھن دِنہ تھقوپ کرگ ہُم دُشمنن گمراہ

سُو ظالِم نِندرمو تجہ تھاپ تھاپ ت ارہ ساون چھوی

سبق لِوان اِتحادگ چھوی ہٹاون نا وُ تفرقیگ

لکن نِش محبتنگ پیغام جل جل دِ ا تناون چھوی

قریب آستھ عزیب احد کہ جھنون ادس کرمن دور

وِتھ پیغام لو پانش انتھ نزدیک تھاون چھوی

دُشنام بوزی پانس چھلن دشمن بنادوست اوس

صلاح دِزہ دوان کرنہ زن شیرشکر میوٗلاوٗن چھوی

اکس کونس اندر گرٛہ سُہ تہ تھاوٗل ترش چیوٗن یکجا

تیوتہوی غالبس تہ مغلوبس کنوی یکسان بناوٗن چھوی

امیری تہ غریبی نکرہ نولِتھ پوٗرہ دُ تہ اد کتھ

رعیتی مسکین غریب مُفلس تہ آسن دوٗل بناوٗن چھوی

بناوُن شان وطنک چھوی دوٚیم رشیاتہ چینا ہیو

تیوتہوی صنعت تہ حِرفت نوٚ تجارت ووٚن چلاوٗن چھوی

ژلِتھ رنجورہ کیتاہ رنج تہ خواری گوکھ وُنی آزاد

مُبارک چھوی رتوی اُدُسک رتوی گلزار چھاوٗن چھوی

۷ مارچ سنہ ۱۹۵۳ء

# پرستش

## خیالِ زر پرست

مال و دولت چھُس وَنے کیا لعل و زر گوہر نگین
شیشہ لاگِتھ ستھ پھر چھِس بنگلہ جاین کیاہ رنگین

شیٹھ کھار آسِس ینُن بیُل شرُن کانی زمین
ناو چھُس مُلکس اندر مشہور بوڑ محمد امین

یون وُٹن کیُت شُن ہتن ہند گرکھُن چھُس ربدار
ییرہ ییلہ سیرس شکارس چھُس ینُن موٹر تیار

زیب تن آسان دوہے چھِس نال جامہ زرنگار
چھُس پُزن سیت کاروبار مُلکس چھُھ نامی کوٹھدار

چھِس رچھن تعظیم ساری چھِس ستھا عزت کرن
کیا چھُ عالیشان انسان چھوس یو تمسی پتھ مرن

## جواب بہ زرپرست

یوز ہا انسانہ کتھہ بے ہودہ گوٗلک کیٚم شرن

کیا کروٗک دیوانہ دُنیادارہ سٔند ام زیورن

چھی ترِ ہی خصلت ننن رو ہمُت تہٕ پھُہک طمِع زرن

زرپرست تلسان تہٕ پھُہک رنجور چھُوی لعنت کرن

سُوی رنجور یُس نو تہٕ زانکہ یُس اصُولن پتھ مرن

کیا چھُو عالیشان انسان چھِس یُو ہمتسی پتھ مرن

## خیالِ سرپرست

کینٛہہ چھ مشہور نامدار گاٹُلۍ کاردار

چھُہ سُن لع ہمتُنٛد سرپرست تیٚمُ تھاوِ می عیشہ اعتبار

دولتہٕ ہاو چھیس بےشمار ملکھا چھُو تسند قرضدار

یُن گرٕ تھن چھیس حاکمن سیٚت آشنا چھیس تھانہٕ دار

شہر سی منز حاکمن سیتین چھو آسان دُدہ تہ رات
ہیُن کھوکن سُود اپنُن آسان چھس سوزُن غلات

سُود کیَن دیارن صرف تمہ ہتر اراضی رقبہ جات
چھس یوان گھر تت تہ کنتر کھار گریستن لش برات

چھوس بو تمند سر پرست چھس تمسنز آگاہی کرن
کیاہ چھُ عالیشان انسان چھس بو تمسی پتھ مرن

جواب بہ سر پرست

کت کُنُت ایمان پنُن دین سُود خورن کافرن
کم بخت حیوانہ سُند پاٹھ میُل ہتک بختاورن
ویچھہ کمسنزہ لو کری لاگمتہ نفس کافرن
توبہ تقصیر نے کرک رنجور چھوی نفرت کرن

سُوی رنجور لیُس لو ز انک لیُس اصُولن پتھ مرن
کیا چھ عالی شان انسان چھس بو تمسی پتہ مرن

## خیالِ عجیب پرست

کھیلہ ہا دان میلہ پٹھ ڈیوٗ ہٗم مداری بازگار
معجزاتن پٹھ چھِ وُچھِمٕس تعجبات لوٗبے شُمار

ساسہ بدٕ رای الیس کین تس رنگ برنگی جانوار
کم عجیبات کیا وٕنے تیٚم آبٕ بنزٕ کٕر پیدہ نار

پیر مرد اسِ ش نہادِ تھ تام لوگُن نوجوان
نوجوانن ہا و ورزِش نازنین لاجن زنان

دم دِتن تامت بنتھِ آدٕ سام رستم پہلوان
پاسبان لوگُن گھے تیٚم پادشاہ لٔگ وعظ خوان

زان تس سیت چھم مگر سوٗی دِنٕ ہیٚن رہبر کرن
کیا چھُ عالی شان انسان چھُس بٕ تمسٕے پتہ مرن

## جواب بہ عجیب پرست

بُلہوس نادانہ ہا بے زانہ کس پتہ چُھک مرن

دانہ ہی یتھہ پتھہ مرُن تتہ چُھک ڈرن تِ چھُوی کھرن

محو گومُت چُھک عجیبس پتہ تہون جادُوگرن

چھُوی سخت آفت لگمُت گژھ چھُوی رنجور پتھن پرن

سُوی رنجوریُس لو نہ زانک یُس اصُولن پتہ مرن

کیا چھ عالیشان انسان چھِن لوتمی پتہ مرن

## خیالِ اصُول پرست

یُنہ دلوُن تراوُن اپز باوُن خدا کیا گو رسُول

جان زھارُن زُو زٹھ قومک تہ بیہ قومک حصُول

مال دولت جاہ و حشمت ما کرُن پانس قبُول

ننگ یہ ناموس نہ کرُن تم لادگر زھارُن اصُول

خصلتا جهِن جان عالي شان تراڏن کبر ۽ ڪين
حق سبحانہٗ داتا ڏني واره ڀلاڻن ڌرم ۽ دين

غيرت ۽ همت محبت بخشيس عرشِ برين
امتيءَ احمد نبيءَ جو هٿ آيس لڪ ڪم ڏٺ گهمين

ڳالهه جنهن ڪم همن پيم ڀلائي تنهن اهس پران
ڪيا ڇهو عالي شان انسان جهيس بو نمسٽي پتهرن

جواب يہ ڇهول پرست.

مرحبا ارض ۽ سما انجمِ ملائڪ جهي ڪرن
جان جهڙي انسانيت زه ته ڇهڪ ڇهولن پتهرن

ڇهوي مبارڪ آفرين ڪيته ترا ۽ نڪهه ۽ همن ڏرن
ڇهوي دماغ عالي دلس رنجور ڇهوي شفقت برن

سوهي رنجيس تو ڏانڪ ليس اصولن پتهرن
ڪيا ڇهوم عاليشان انسان جهيس بو نمسٽي پتهرن

۱۸ جولائي ۱۹۲۸

# غزل

ضایہ گو بے مایہ لوکن منز شکر گفتار میون
پختہ کار درُست یہ گو کو گران چھکُن مھنۃ ہار میون

میون اندریم حال تگہِ بوزن یکس کُس آسہِ تیوتھ
خال کانژاہ ییتھ زمانس منز چھُ محرم کار میون

رازہ ہونزاہ میوٗ ژنتھ پرآس ہنہ کادن اندر
ہمدرو چھِینہ ہمنوا کم گو توی رفتار میون

کیا زہ شفقت دردلن منگہ دردمندن مشفقن
زاہ نسہ ژھوکیتہ ہیندہ اتھ ویتہ لولُک نار میون

تھیک مہ از تامت سٹاہ چھِم توشی قرب آشناو
ہیوٗک نسہ یاردتہ یارس درد دلہ انار میون

صحبتُک دوہ شفقتی لگُس گیہ عنادک ورآی
نار حسدُک سیت زلت دود منتو ہو ازتمار میون

باوہ ہا زخم جگر بوتہ بادہ ہا ژن حالِ دل

داد لدٕ چھُونہ کانہہ تہ رنجوریس سِوا غم خوار میُون

۱۸ جولائی ۱۹۴۶ء

## پیدہ گرِتھ سمسار نوٚ

بدلہٕ سوروی رنگ عالم پیدہ گرتھ سمسار نوٚ

وزنہٕ لگ سنطور مدہم ساز نو سیتار نوٚ

ژلنہٕ لگ شب ظلمتک لگ چھلنہٕ ل شبنم گلن

پھولنہٕ الصافک صبح لگ رحمتک انوار نوٚ

آسِ ییس مظلوم سُنہ رتہ ظالمو گمرت مکان

آسہ سوٚی مظلوم جلدی مشرقُک سرکار نوٚ

کاشرِ یو وتھو ہا مزدورکاشتہ کار کریتوٚ

انقلابک کاروانک پانہٕ سالار نوٚ

علم نوٗ افسانہ نوٗ مضمون نوٗ مقصود نوٗ

پیدہ کر رنجورہ گفتارس اندر رفتار نوٗ

۱۳ ستمبر ۱۹۴۶ء

## غزل :- بنیرہ دوئی امان شُون

پھیرِہ گردِش نوٗ بہار ک بنیرِہ دوئی ارمان شُون

سر سبز سر تازہ کرِہ ہر گلشنس باران شُون

وعظ خوانئ پادرئی گورن ملن ولِ ارھمین

امن آزادی ترقی چھُوہ صرف ایمان سون

ٹینک طلسم گولہ بارُود طوپہ گن تس کیا کرن

آسہ کیٚن نشہِ ہیجنک آہن رُبا سامان سون

یُس چھُو ارتیغن تفنگن چھیٚٹرن مذمت کران

یہتہ جہانس راج کرِہ سوٗی رحمدلِ سلطان شُون

نالہِ شعلہ شعلہ ونہ ہیتھ گنڈ رِس منزِ انقلاب

واله وِرہ سنگران کوہین زھنٹہ مارہ دُن طُوفان سُون

پرینغو شہم مس سرمایہ دارس پرینغہ امیرس پرینغو خبس

انقلابک معنہ مغزن تارہ لو اعلان سُون

نیرہ میدانس اندر رنجور ہینغہ مردِ خُدا

انقلابک رہنما بَنہ ہمتّ مردان سُون

۹ اکتوبر ۱۹۳۸ء

## غزل

## ظلم بیدادس خلاف

اے مجاہد وُتہ جہاد کر فتنہ فسادس خلاف

لڑتہ میدانس اندر ہیر ظُلم بیدادس خلاف

ہیلتس کڈپاشہ انسانس دِہ انصافک سبق

دُی تہ دُگنیا رنزا دِل ہتاو بغض و عنادس خلاف

کاس گنٹہ کفر ج تہ گنہیچ آس ینو تُھ وسیع الاصُول

تراس کھیہ ابلیس ژہ یلہ آسک حرامزادس خلاف

چیرہ دستی تنگ نظری بزدلی دیوانہ گی

عادتِ نادان دُھے آس روحِ آزادس خلاف

غربت وافلاس لیُ گنہن تہ پاپن ہُند سبب

ختم کرِہ سُوی آسہ لیُ انھ دامِ صیادس خلاف

پرژہ ترقی ہُند سبق رنجورژہ بَن آزاد دِل

لَش خلاف روز آسہ لیُ انھ امن دانحادس خلاف

۲۴ نومبر ۴۳ء

غزل

ـــــــــــ ٹھو دتھ میانہ غریبو

دو ٹھونندرِہ ٹھو منہ یانہ ٹھوُد ٹھومیانہ غریبو

جلد ہیے یہ حالم پرانہ ٹھوُد ٹھو میانہ غریبو

مژراداچھ دد ٹھ مالہ پھوچہِ دُچھ مشرقک انوار

آفتابہ کے تنزہ تانہ ٹھود ٹھو میانہ غریبو

کوٗر ہے امیرو داوٗ کھ پرٗ ہے وعظ تقدیرٗک

اوٗن دِتھ ژھ لوٗ گہکھ ﷺ اَنہ کھتوٗد وکھ میانہٕ غریبو

دالتس دوہس پجوٗرِتھ چکھِتھ چھِکی زئیتھ میت ٹھ کا مینؔ

پھکہ فاقہ فرٗتھ کانہٕ ہتوٗد وکھ میانہ غریبو

نیوٗ حیلہ سازو دوکھہ بازو مال ومتاع چھیٗون

بنگلن چھِوٗ گچھہٕ رَنہ چانہٕ کھتوٗد وکھو میانہ غریبو

پھکہ پانہ گمراہ ہتل لَدٗتھ راہ کیانزہٕ خدایس

دیوٗ ہتس ژھ لبو کھتم لانہ کھتوٗد وکھو میانہٕ غریبو

پھکہ کرمہ لانس کترہ کانس کیانز مندہ چھاوان

گرہتس ژھ نائہ اچھ کانہ کھتوٗد وکھو میانہٕ غریبو

دولہ بوز وئن رنجوٗرہ سٔند نوٗ انقلابک وعظ

نیتوٗ تہ ژھِہتہ وٗنہٕ کانہہ زانہ کھتوٗد وکھو میانہ غریبو

۷ جنوری ۱۹۴۹ء

# یوہ تہ آن

یوہ تہِ اُدُسک ژُی کران ملکس تہ قومس رہبری

ازتہِ چھُک دُنہ تہوان ژھٲی سانیُن وتن دِتھ کوہ ٹھری

یوہ تہِ اوُسک ژی اَسِ مظلومہ سنزہ مرثیہ ~~خوان~~ پران

ازتہِ چانِس قدرتس منز فاقہ ہیٚت مسکین مری

یوہ تہ اوس ہنگامہ چیوُن ظلمس تہ بیہ جبرس خلاف

اَزتہِ چانِس عظمتس منز وارہ سوُی غارت گری

یوہ تہ آسُن سانیُن زبانیُن پیٹھ کرتھ منیچ مہر

اَز تہِ دُنہ کتھ کرنہ برونٹھ چھِم پتے سوی ہتھکڑی

یوہ تہ لیٚس اوسُوی ژہ دشمن لش دیان ازچھک ژہ دوست

ازتہِ ہمسُی قاتلِ جانس کران چھُکھ دلبری

یوہ تہ اُدُسک ژی کران دولت تہ بیہ غربت ختم

ازته زر دارس نه سردارس چھ کئم سنز یاوری

یوه ته ژی اُدُسک کران تبلیغ قرآنک لکن

ازته دتن ژی نش گرھان ظاہر چھ کفر و کافری

یوه یے واعظ کران اوسک حرام سس ژی منع

ازته پانس کیوتت تھوان وانن شراب چھک برابری

یوه ته ژی اُدُسک ونان گندم نما چھوه جو فروش

ازته دتن لمتی لکن سیرت چھی ژه پانس ہمسری

یوه ته حق گوئی دوان انعام آس ریفہ یچھ سزا

ازته دتن یم پوزون دال جیل کھئم تھو برابری

یوه ته آس عیش ته آرام بدل ظلم و ستم

ازته رنجورس چھ حالاتن اندر سوئی ابتری

## غزل — نوٕی آیٖن آسُن گوژھ

نوٕی عالم نوٕی آدم نوٕی آیٖن آسُن گوژھ
نوین کوٚکن نوٕی گژھہ دِل دلن تسکین آسُن گوژھ

یہ آقائی غلامی گژھہ ہنہ آسِن گوژھ کُنوٕی سمہٕ ژار
بنن اولادِ آدم گوژھہ کنوٕی ہیوٚ تہٕ دین آسُن گوژھ

نہ گژھہ آسُن خرابی اضطرابی جنس نایابی
نہ ایی رسم رسومِ نارسا دِیرین آسُن گوژھ

نہ گوژھ کانٛہہ کینہ منٛد قاتِل بنُن انسان گوژھ عادِل
نہ نامِ غالب و مغلوب نہ کانٛہہ مسکین آسُن گوژھ

دُدوس ماچھس قندس یوٚنہہ ہیوٚر لاوِتھ میوٚل گرٕھان دلن خواہ
بِتہٕ ہیوٕی انسان انسانس غمس ضامین آسُن گوژھ

بران رنجوٗرہ چھُکھ خالی دلن نو معرفت لولک

اما چانئ کلاس دئ حقیقت بین آسُن گوُڑ

(۱۵ جون سنہ ۱۹۴۹ء)

# غزل

زندہ بادو زندہ بادو زندہ باد

امن و آزادی ترقی اتحاد

دین دایمان یئ چہومیون کتو وارہ یاد

امن و آزادی ترقی اتحاد

اوس ئیلہ انسان انسانس کھیوان

ترلیشہ کنہ انسان رنہ انسانس چیوان

تیلہ نہ اوس پیغمبران ہندائی مراد

امن و آزادی ترقی اتحاد

کشمکش تفرق طبقاتی نفاق

نزاد دیتہ ہیچھنا و قومن اتفاق

زندگی ہُند چھُو بلند مقصد جہاد
امن و آزادی ترقی اتحاد

مشرقس تل مغربس تام دھوم دھام
دُنیہس منز پیدہ کریتو نو نظام
یُتھ نہ باقی روزِ کُنہ فتنہ و فساد
امن و آزادی ترقی اتحاد

گولہ بارُود و توپ تراو سامانِ جنگ
چھک اگر انسان تہ چھو بیا عار ننگ
بنیر نو سامانہ ہیتھ وُنہ کر جہاد
امن و آزادی ترقی اتحاد

کینہ نش کھفاؤ سینہ صاف دی دور تراؤ
لول محبت معرفت نو باگراؤ
دارہ چھل انسان ولن بغض و عناد

امن و آزادی ترقی اتحاد

چھوی مدعی رنجور یمیٚ ژون کتھن

معرفتک شیشہ ژور ہیتھ ددن الکھن

ختم کرِ لبس دنیہک ساری اقتصاد

امن و آزادی ترقی اتحاد

(۹ دسمبر سنہ ۱۹۴۹ء)

## سُرخ چینکس مزدورس کُن

شاباش شاباش مرحبا مشہور مزدورو

بوہ سرخ چینکہ شیردل بہادر مزدورو

نارس تہ شورس شسترس طوپن تہ بندوق

گو چانہ دبدبہ سیتھ چکنا چور مزدورو

الہ راوتھک کوہ بال کوٗت ژلہ ناوتھک تمہ دیو

یم پران خوگر آسی بند مغرور مزدورو

گُل شبِن ظالِم زن بہ ہیوٗک تت تاف رِیتہ کالِکُ

ژل چین تراوتھ یورپین زن ژور مزدوُرد

لولُش تہ عضبس لتھ دِ ژتھ ژی رٹھ رُژ راست

واتک ژہ وادس جَل چھہ اَکھ وُنہ دور مزدوُرد

گَلہ ویو استاد ژلہ بَلہ چین تراوتھ چیانگ

بلہ چارِ حکمتہ سیت ہیو نہ ناصوُر مزدورو

ہٹہ چارِ ہیبتہ سیت گٹہ کفرچ تہ گنہچ رات

ژھمٹہ چارِ آتش خانہ گیہ کافور مزدوُرو

بُڈ وَی ژہ چھی ازمشر تکُ بُڈ بُڈ تہ مخالف

مغرب تہ جلدی آسہ چیوٗن مشکور مزدوُرد

رشیانہ چینا یعنی ایں ایشیا کردتھ بیدار

یورپ تہ کرہن ژی فتح غیور مزدورد

ژنگ اَنہ تہ نوزُن کُس اَسنا بدلاوہ قسمت سوٗن

گگ وزنہ بیہ نوٕ ساز سوٗن سنطورٕ مزدورٕ

وُچھمک ژہ یلہِ ظلمتس خلاف عدلس ژٕ طرفدار

ادہ چیوٗن ثناخوان چھ واز رنجوٗر مزدورٕ

۳ جنوری سنہ ۱۹۵۰ء

## چینکس مزدورس کُن

صد مبارک مرحبا چھُوی اے علمبردارِ چین

اے بیا مزدورِ چین بہدورِ چین سالارِ چین

کُس چھُو یو نہٕ اُستاد ون کُس نِش ہیوچھتھ علم و ہُنر

کُس چھُو ییٚنہٕ وحی و صحیح دِلن کُس چھُو تیتھ پیغامبر

آوُ نوٕ دین ہیتھ تسکین دِنہٕ انسان دِلن

لرٕنہٕ بیہِ آئینہ باعث دراکھ میدانس اندر

گرم کرمُت چھُوی ژہ بجتوسیت از دربارِ چین

اے بیا مزدورِ چین بہدورِ چین سالارِ چین

نہ ہین مہند یو پہاڑ و منزہ ژہ دِن کتھ پاٹھ دراکھ

دائرس انسانیتکس منز ژہ وَن کتھ پاٹھ ژاکھ

فکرِ کتھ پاٹھین تروی دِئن اَسہ تہ نتہ پاٹھ فکرِ تار

زندگی ہنٛد نوٚ بلند مقصدِ نظامِ اشتراک

موٚنمک بے شک دِلاور سرکرتھ دیوارِ چین

اے بیا مزدورِ چین بہدورِ چین سالارِ چین

عملہ سیت تدبیرہ سیت بدلاو وٚنن تقدیرِ چین

پریوٚن نہنادِتھ پوتھ دِئن نوٚ کرُن تعمیرِ چین

خوٗن جگر کہ سیت ژٚلاوتھ ژہ میدان وہارٛ

چھم لوان از لبنہ مسرحی سُرخ نو تقدیرِ چین

اَس چھہ دُنیہ تخریبئی اندر ژہ چھک معمارِ چین

اے بیا مزدورِ چین بہدورِ چین سالارِ چین

دِلن چھوٚن، ایمان چھوٚن، انصاف چھوٚن، اسلام چھوٚن

اَسہِ تہ مُون لبں از کہ بتہ ژی رہنما سالار سُون

باد اصگک راز اَسہِ ووئن ہا و میدانِ جہاد

نعرہ بازی سیت انجام گونہ از تام کار سُون

چانہِ حکمتہ سیت پیدیو گر یوست از سرکارہِ چین

اے بیا مزدورِ چین بہادرِ چین سالارِ چین

(۷ جنوری ۱۹۵۰ء)

## چینکس مزورس سلام

سلام چھوہ ای شہِ جمہورسندٗ سنگ کرن والیو

سلام اے چینکوٗ سانیوٗ دلاور جنگ کرن والیوٗ

سلام ای سرگردہِ سرفروشان سرزمینِ چین

سلام ای خونہ سیت تیتھ سُرخ چینس رنگ کرن والیو

سلام ای غنازبانِ رہبرانِ کاروانِ ما

سلام ای ظالمس ظلمس تہ کفرس ڈنگ کرن والیو

سلام چھوہ ای شہیدانِ امن خونین جابنازو
سلام ای عالمچ نوٗ زندگی منگ منگ کران والیو
سلام ای انقلابی وقتہ کیٚو بہدور مزدورو
سلام ای ظلمہ ستمکہ عالمک دل تنگ، کران والیو
سلام رنجور چھوٗہ سوزان تہند بوزان چھہ ینہ اوصاف
سلام اے سرکش سرلشکران در ہنگ کران والیو
(۲ فروری سنہ ۱۹۵۰ء)

## کأشرستانک خیال

وارہ تھود ہا کأشرو جانک تہ ہیہ پانک خیال
پھہک ژہ کأشر بقاو آزاد کاسرستانک خیال
فیصلس مقسوم کسِ بوزُم ژہ چھُوی دستخط کرُن
سۆنچ سُبحی پرزہ بروٚنٹھی کمرزہ تھدِہ شانک خیال
فن تہ طلسم ہیچھ ژہ سائنس فلفس علمس ہہ داد

گرنتھ نہ گیتا زان ہیو نہ کیان قرآنک خیال
پھوی قسم قونک تہ وطنک پھک اگر وطنک رفیق
دھیان قومک جان وطنک تھوزہ لپت نمانک خیال
دشمن ہندہ پہرہ انداز پھوی نہ پھک گیرس اندر
تھو دیچُھن کھادر نظر پتھ پریوشٹھ کرجانک خیال
دشمنا پنہ دوست لاگی مس دیی ہاوس طمع
لورہ پتھ تاری صرف پینہ تازہ یارانک خیال
نادہ پتھ قوم بڈ کھپنہ نادہ ہینزا ہوش کر
نندرہ گرتھ بیدار تہ دوکھ بھاو طوفانک خیال
بن دلاور نیک بے خوف دخطر بن شیر نر
کیازہ چانی دشمن ما آسہ بیدانک خیال
ڈُٹھ پھوی ربخورہ ہر گاہ خدمت خلق خدا
پھیر نہ قومس کُن ہمن پیہ پینہ افغانک خیال

# خواب

فضل کر یارب جہان چھس رحمتس امیدوار
فالِ بد کیاہ تام کھوت اَسہِ حالِ بدآد چھس کار

جَل انُن بیہ رحمتک دریا بجوش تُن جبلوہ ہاد
چارہ کرنَتہ مارہ گیہ تنگ آد حالم زیرِ بار

وچھہ مہ خوابس منز صرف زن ہتُھو ستے گرٕ آسمان
آفتاب شرمندہ ڈیوٹھم آسمان پتر اشک بار

تارکو زن نور کھوٹمت زُونہ زن لُگمُت گرہن
آسمانن منز ملایک زَن کران آس گریہ زار

کوہ بیابان زَن ودان آس سُور زن چھوکمُت وَنَن
زن سبز باغن زَرُ زرامُت ہرِتھ ہیو مُت بہار

شُہُل زَن کھتمت گلن چمنن وچھُم آمژ شکست

جانور وحشی وچھم غمگین بلبل دل فگار
کوئل وچھم بون کن نمت وتھمت کنن زن اش پھٹان
دہ وچھم ہیزان زمینس زن دزان اندا اندچھ ونار
زن تہ لکہ چرسی گمت وچھک نہ جتن پیر زان
اک اکس ہتم ژدپ ہوان زخمی وچھم لک بیشمار
ماجہ کوزن ہر وچھم مالس تہ گبرس زن فساد
ہنگہ تہ منگہ لرولس اندر مشغول ڈیوٹھم یار یار
زن کران لتہ مونڈ غریبن بلیچہ کھستھ ورگس امیر
کینسہ کن تنہ کانہہ وچھان کس بوی بند گورشتہ دار
شر کران خبرس بدل زن ساروی تھومت ردا
جور واستبداد ہیہ جبرس نہ غصیس واگزار
فال زن شکشک پمت زن شال ڈیشھ سہہ ژلان
نامدار زن نابکار زن خامنیٔ اتھہ اقتدار

جھنمک ٹوکل وُچھم جنتس بنیومُت ڈیڈ وان
بہرہ ورنار ودوبس ہتیھ زن کران اسہ لارہ لار

تالہِ گلِ لۂ لدٕ وُچھم زَن یم ییٚن کاشُر دوان
ہتیھ پشیمانی پریشانی کران بیٚڑ نالہ زار

ساسہ بُد کاشرٕ وُچھم زن اُش ہران مرثیہ پران
بیُون بیولوی ساری مگر بیدل وُچھم یتھ بیقرار

خاصہ لکہ ڈیٹھم پران استغفر اللہ العظیم
ژاس بوتہِ تمنئی اندر نامت دلن رٹونم قرار

توبہ تقصیر چھوس کران یتہہ حالِ بارحسرت وُچھتھ
زن گیُم آواز تام اے مردِ کشمیر دل مہ ہار

زورہ سان آکو کنن اللہ اکبر نام گوم
نعرۂ حیدر بجا وان زن وُچھم شیر جبار

زَن بہارڈ کیٚن لیوان نصرٌ من اللہ بیونِدا!

بوزد الفتح" قریب دِئن روز کر تام انتظار

اُدس شب جمعک عمل صبحک وچھان اُوسُس یہ خواب

تام دٔرہم زِبرد پوہم گاش آو ودتھ گرٛتھ ہشیار

خوابسیٔ اندر د نان تعبیر اُوسُم بابہ جان!

پھٔہوی رد توی رنجورٕ ڈیشِن دِٔنُ کمی کالاہ ژٕ پرار

(۸ فردری ۱۹۴۷ء)

# ندامت

رِچھی توبہ پران توبہ استغفار خدایا

استغفراللہ العظیم اے بار خدایا

ۂزٕ بارٕ گنہٕ ہٕچ کھارٕچھونہ اشہ دار ژلنس کُنٕ

اکہٕ بارٕ ہٕتیہ آس پانہ گنہنگ بار خدایا

ستر ادنیکی ہول گنڈِتھ اس درای بدین پتھ

اسہ کردٕہے تی پھُک ژٕ ہتیہ بیزار خدایا

اسہ تگنہ بوزان کیا چھو قرآن فرماوان

پرٛتھ باطلس تھوکرٕ حقس اِنکار خُدایا

ہشراوٕ اَسہ پُرٛ دین نراوٕ آیتِ الصافک

ژُھن کلمہ تراوِتھ نال گو زُنار خدایا

کینہہ وَرِہ نہ رٹیس روزہ زاہ اَسہ پرٛ نہ نمازے

اَسہ کرنہ زاہ رٹرہ کامہ بخشن ہار خدایا

ہنہ آئی سِنس آولنس گرو آبس منز

دِتہ پانہ دِیُن میتہ نادِ اپور تار خدایا

پنرہ دِلہ تہ پٔزرِ زیوہ چھی پران زِہ چانہ کرِتھ تھف

استغفر اللہ العظیم صد بار خدایا

پُھٹک رحم کرُن رحمتک دروازہ وتھی تھاوٕ

عفوؔ کریمؔ ناو چھوی غفّارؔ خدایا

ہشرُن ندامت منٛز گژھتہ شرمندگی ہتھ آی

ائس بینوا رنجور سیاہ کار حذ ایا
(۹ فروری سنہ ۱۹۲۷ء)

# غزل

دل دارہ یچھنا دِل ژہ دِکھنا دِل ہُشیارن منز
گُلُ زانہ کیا بلبل اوٗس گُلُ زارن منز

کس کیا ہَنت گوکسَ وُنت آوکس سنت گوشر
لسَ کیا خبر لسُ بے خبر فیران کارن منز

لسَ کیا خبر لیسَ آسہ مُت سیرن شکارَن
رئتہ کالہ دُود ژہ کرایہ کسُ ڈوڑن تہ ڈارن منز

پھُہ نہ دادلدشندہ دردِ دلک کانہتہ بوزان حال
دُئنہ پھہ منہ وَنہ لسَ وار ونہ ہانُ اشارن منز

یئسُ پُز ونی وُن زیور ٹُہ لس ازکرن سنگسار
منصور سند پاٹھ حق پرست یتِ لدنہ دارن منز

پھُونہ وارِ نہ لس یُز وَنے کیا یاد اپزس آو -
گرٕتھ موخته ہارس مُول گرانٕ یا پخته کاران منز

کیُوتھ ہا پتن بیہ واندران منز شُوبہ رُت انسان
تیُوتھہ نام وار پھوی گرٕٹھان گرٕتھ خام کاران منز

مکہ منز محمد مصطفےٰ ژول یار اصحاب ہیتھ
گذراو یمو ادہ زندگی انصار یارَن منز

ہنہ آکھ کتہ رنجور بزدِل نامرادن سیت
ڈلنس تہ ڈنگران لوگس بیہ نابکارَن منز

(۱۷ دسمبر ۱۹۵۰ء)

## سُرخ پرچمس سلام

سربلند ای سُرخ پرچم دم بدم بوینے سلام
ہر سمت ہر منزلت ہر ہر قدم بوینے سلام
پھُٹک دِرتھ جامن جرِ تھ خون شہیدانِ وطن

سُرخ رنگ ای سر خرُو والاحشم بوینے سلام

کاشرن ہنزن امیدن ہند ژہ چھُکھ چشمہ حیات

چھُکھ مزورن گرِلیتن کیُوت جام جم بوینے سلام

چھُکھ مزورن گرِلیتن روح تہ لوِہ سمٔعک پیام

غم شہن سرمایہ دارن کیوت صدم بوینے سلام

سون عزت آبرو ژی سون طمع آرزو!

کرِ قدا اسہِ ژے پنن دین و دھرم بوینے سلام

از چھو چولوی راج کشمیر ژہ چھُکھ سرتاج سُون

ازگیوان رنجور چیولوی ہیتھ قلم بوینے سلام

(۲۶ دسمبر ۱۹۵۰ء)

## سلام بہ دروازۂ زندان

جنوری ۱۹۵۱ء کی گرفتاری میں یہ نظم سنٹرل جیل سے لکھی گئی

سلام بوزای درِ زندان خدایس وچھہ مدا کیا گو

نوُی مردِ خِسرد آدی ژہ مہمان وچھ خداکیاگو
حوالہ پھوُی رِچھتہ تھوزنُ گلن ہند بلبلن ہند دِل

یہوی یمیہ سرزمینکہ علم شعرک دلرباکیاگو
نظرکر بوزلے زندان سو اہلِ راز پھوی حہمان

فرشتن یُس پھوپھنادان نظام الااللہ کیا گو
درسگاہِ عمل بیشک ژہ پھوک عملن کران اصلاح

مگر دنتم ژہ وچھتا زاہ بنُن مردِ خدا کیا گو
وُنکتا منت ژہ وچھِمُت چھت سٹھاہ رہزن زنبیہ خوگر

یمن ژورن تہ بدمعاش ژہ لنش حاصل مداکیاگو
لوُلے اندر ژہ رچھمُت چھت سٹھاہ رہبر تہ بڈ افسر

اما غم خوار قومک کیوُتھ بنن تیو نفہ رہنما کیا گو
پھوُد ایان ساز نو سنطور ژہ لنش از شاد و خوش مسرور

یمن کاشر دنان رنجور یہ سوی اہلِ وفاکیاگو

# پنجرک بلبل

جنوری سنہ ۱۹۵۱ کی دوران گرفتاری میں سرینگر سنٹرل جیل کی ایک شام
گورنر کشمیر کی خدمت میں

تعجب تہ حسرت چھم لوان جیرت چھو یہ کیو کتھ کار

کمہ ہا ژہ رو ٹھکھ بلبلو کورکھ ژہ گرفتار

کیا باغوانس گو گلن بلبل چھو وفادار

کمہ ہا ژہ روٹھکھ بلبلو کورکھ ژہ گرفتار

یُس باغوانس وتکس دین سوی چھو چیون ایمان

سُوی کلمہ پرنادِ تھ ژہ از تام گل تہ خارستان

اُدسک گلن ہند نغمہ خوان کورکھ ژہ توی خوار

کمہ ہا ژہ روٹھکھ بلبلو کورکھ ژہ گرفتار

رُوٹھکھ ژہ ازمتیٔ بدل یمیٔ ژہ شکوہ خوان

رتموی لدک پنجرس ژہ ازیمیٔ ژہ ثنا خوان

امہِ خوتہ ستم کیا دان ہینٹن ہینٹن آزار
کمہ ہارِثہ رو ٹھکھ بلبلو کوُریکھ ثہ گرفتار

اوُسک ثہ پوشن منز بیہتھ تہنا گکن لِشہ دُور
گُستام دشمن چھیون اوس تتہِ رشکہ برنھ پوُر

بہتان ونتھ ایم کرُیہ چھیوُن صیاد خبر دار
کمہ ہاثِہ رٹھکھ بلبلو کوُریکھ ثہ گرفتار

اوسوئیہ نہ تمیک شک شبوہ الزام یمیک پھوُی
کرمت یہ اوسوی بردنھ از انعام نمیک پھوُی
قیدی اسیری یوز پییز یارین پھہ سزاوار
کمہ ہارثہ رٹھکھ بلبلو کریکھ ثہ گرفتار

رنجورہ یدوی چھک ثہ زندانس اندر مظلوم
دن وئن ترانہ نوُیہ دل پنہ روزہ زاہ مغموم
زھن جامہ صبرک نالِ توکل تہ دُچھ گلُ زار

یمہ ہاژہ رؤٹھکھ بلبلو کور یکھ ژہ گرفتار

(۲۴ جنوری سنہ ۱۹۵۱ء)

# پنجرک بُلبُل

ہا صیاد و کیازِ گرتہس بند بو یتھ پنجرس اندر
آعہ میُون چھُوی باگہ وان لیُس یا غوان از ییجر

دین دایمان چھُوی ینا کشمیر لضبُ العین میُون
کینہ میُون کس دشمنس دردل یہ سینس رُود شر

باغوانن دوپ گرتہن پنجرس لدن داریل تہ کاڈ
کِنہ دوپُن شیدٲہ گلُ بلبل تہون پنجرس اندر

ٹھولہ منزہ نیر تہہ سنتم ہردک تہ وچھ میانو اچھو
نو بہارس منز تہ چھُوس از بوُی تلان ہرُدک ثمر

آش اسم یتھ بہارس منز پران کڈٕ ہا بو و اشش
یام بوزم گوس آزاد نام بیہ دُوتم خطر

پھاعوامی راج کِنہ ملکس پھو ازدٔ قسمت بدٔج
دٔوٹ کیا گٹہ کارتہ نا پرسان پھونہ کانہہ دادگر

پریم نیٚ بردٔنٹھہ مارلس لیٚس پرمیہ سپرنڈنٹ پھو از
پھہ منہ معلوم میانہ اکھہ لس دو دمت کبا اوش ہشر

یوہ تہ اوس لمہ زنجہ سختی ہند شکار مہ میو رنخور
ازتہ دونٚ بوی قیدِ در زندان تھومت نبد نظر

(از سنٹرل جیل سرینگر) (۲۴ جنوری ۱۹۵۱ء)

## رہائی

رہاگوک بُلبُلو امہ پنجرہ منزہ غم تراو کرشادی
پیٚیی زنجیرہ ظلمچہ ووٚس گئی حاصل تہ آزادی
یو تھوی رٔ دٔ ٹھکہ پتو تھوی پتہ باغہ کنٔو جانا ورتل شور
قُمر کستور لاران باغوانس آی فریادی

گلن گو باغوانس قدر دانس حال چھولوی یام
ونن تامنت کرلوان جل جل رہا بلبل بدلشادی

# محمد مقبولس کُن

نادِ چھُوی مقبول بوز مقبولِ حق آسُن گرڈھک
اَسی دنان مقبول چھی مقبولِ حق آسُن گرڈھک
پورکنو دہ شتھ وری اوس ارمنتھ زورم اسوج
بکرمی سنہ سال اوس مقبولِ حق آسُن گرڈھک
شتو ہم تاریخ شعبان المعظم اوس زیٹھ
وقتِ خطبک دُوہ جمعہ مقبولِ حق آسُن گرڈھک
اوس سنہ ہجری ترواہ شتھ سالا کہ ہٹھ دروان
آکھ بٹلہ پوت زاکھ دوت مقبول حق آسُن گرڈھک
جرمنی جنگ تیز اوس تند ہٹلن اوس نے درشور
اوس مِتہ شوکک دقت مقبول حق آسُن گرڈھک

گاش آؤ دلچپین اچپن میانئ تزہ زاکھ پچہم آش چپانئ
آش قومس بنزہ تیوتھ مقبول حق آئن گرشک

تھوزہ حس قومک تہ وطنک خدمت خلقک خیال
وُوزہ رُتو پھل نیک پز مقبول حق آسن گرشک

ہوش دزہ بے ہمتی تیوتھ جوشہ یوتھ ین سر بسر
نوش دِل با ہوش پھہک مقبول حق آئن گرشک

غیرت و ہمت محبت بخشنئ رب الجلیل
پھہک تیو تہوی لایق رو توی مقبول حق آئن گرشک

پھہک قوی ہمتہ قوی دل پہوی عجب ذوق و یقین
سون قوی امید پھہک مقبول حق آئن گرشک

صد مبارک مرحبا شاباش چانس ہمتس
پچھے ارادن پیٹھ عمل مقبول حق آئن گرشک

پہوی پتن ایمان تیو تہوی مضبوط یوتھ الہ رادہ کوہ

بادہ پُر انزرادہ حق مقبولِ حق آئُن گرڈھک

تھوپین آیئن نُن الضاف کر ظلمس جواب

داد عدلس چھک ہوان مقبولِ حق آئُن گرڈھک

یُت شُہل تُت وانہ بیہ ناف ظالمس ظلمس خلاف

روز ہر دم بوز ہیو تھ مقبولِ حق آئُن گرڈھک

دستگیری کرزہ بے دستن بیکس بے سرن

حسنہ دِل رچھ عمزدن مقبولِ حق آئُن گرڈھک

جد ژہ فاروقِ عمر چھُوی حد ژہ چھوی لطف وکرم

تھن غریبس کراگر مقبول حق آسن گرڈھک

نیکنئی پتہ پکھ اصیلن سیت کمینن دیو سبق

چھوی تیو تھوی عادت رٹوی مقبول حق ہن گرڈھک

رٹھ سنجارچ دتھ نہ گنہولِش کران گرڈھ اجتناب

باد تھو ارشاد چھُوی مقبول حق آسن گرڈھک

ٹاٹھ لضب العین گنڈتھ سوز نے پیغامِ جان
پر عمل کراتھ اگر مقبول حق آسُن گڑھک

پرژہ لبس تعلیم ٹاٹھین رٹنرہ سوی نقشِ قدم
دتھہ سُوچھے عالی عجب مقبول حق آسُن گڑھک

پھہُوی دنان رنجور لیس مشہور نامی بابہ جیوُلن
مان پھہُوی فرمان رتو مقبول حق آسُن گڑھک
(۷ مارچ سنہ ۱۹۵۱ء)

ای پسر پندِ پدر بشنو بگوشِ دل بہوش
یادگر دارد سخن مقبولِ حق باشد ترا

## غزل

انسانہ بن انسان اشرف زان یکتائی
انسان پھہُوی انسانہ سُرزیس ژہارہِ رہائی
زاو ماجہ اکسی آدُ ہیون بیون نادہیتھ انسان

بُدھ چینن یہودی ہندۂ مسلمان سِکھ تہ عیسائی

مُلہ تلہ چھِ کُنہوی گُل تہ گُل ییتھہ درای رنگا رنگ

پیدا چھہ کُنہ مُتر مذہبو دُوگنیار تہ جُدائی

مذہب چھہ تمکوی ناویس اکہ وقتہ ادس قانون

انسان دِ نان ییتھ آدُ تتہ قانونِ خدائی

پُرانہ ادس لیکن مطلب تمہ کس چھُ کس وانان

یعنی ہمیک سُوی زانہ لیس بنہ صدق و صفائی

یَنہ آدامنک محبتک پیغام ییتھ رتجور

تنہ لوز ناداں گومتس نو علمِ خدائی

(۱۷ مارچ ۱۹۵۱ء)

## امدادِ باہمی سُون

پھولناوہ تازہ گلزار امدادِ باہمی سُون

بَنہ لُوہ کشیرہ معمار امدادِ باہمی سُون

انہ لُوہ کشیرہ لعمل قومی تجارتک پھل

لگ گژھنہ دِل بکمل امدادِ باہمی سُون

پرتھہ جایہ شہرہ گامَن ازکہو لمِٹ چھہ عامَن

لو حلقہ وار انجمن امدادِ باہمی سُون

گژھ ختم ژور بازار لگ ژلنہ گلنہ غلہ دار

کرِہ یانہ وانہ باپار امداد باہمی سون

رنجورہ دُہتہ لکن کر تحریکِ ہم برادر

مژہ رادِہ رحمتس بر امدادِ باہمی سون

(۵ مئی ۱۹۵۱ء)

## شاعرس کُن

شاعرِ پرتھ زمانس کیوٗت ژہ لو پیغام گُل

ترجمان نازک خیالن ہند ژہ بَن الہامِ گُل

کفر چھیِن راژن اندر بَن مشعلِ راہ یقین

بلبلن دیون چھوی خزانس ہنز ژہ لو پیغامِ گُل

بلبلن ہند نغمہ خوان چھکھ بَن گلشنُ ہند رازدان

داغِ گُلؐ معلوم کر کیا گو بہار کیا گو خزان

واقفِ گنجینۂ اسرارِ پنہان وارہ بن

واش کڈ ادہ فلسفس ڈشرہ ناؤ سائنس کر عیان

یارہ کڈ بییہ وارہ نن انسانہ سند ذات وصفات

لیل مجنون تراؤ دلہ انزراو تفسیرِ حیات

ہمنشین ڈلہ بوزلوِ کتھہ میُون محرمِ راز بن

پریوُن دُنیا سورہ دُنتہ لوِہ دنیہک آغاز بن

پھک گیون ڈول ڈون ازگو تہ ماتھ لوِہ وقتک اگر

سانزوای مزدورہ سُنز مظلومہ سُنز آواز بن

زندگی ہنزہ کرِ چھ مشکل زِ چھ وتہ ہند چھک تہ گاش

کاروانس سیت سیت پکھ یر دنتھ کر منزلک تلاش

ریگزارن حارزارن منزرہ بن دِنہ سند نشان

مخلص اندر اتھ کر رانہ لولک وارہ پھاش

بن مفکر فکرہ ہند جوش پیدہ کر پالس اندر
نادِہ کنتھ چھوی تارہ تلران قوم طوفانس اندر
اس اتحادک ترقی ہند سبق دِین چھوی لگن
روح آزاد پیدہ کر دوبارہ انسانس اندر

چھوی اگر جاہ و جلال کر شاعری اندر کمال
جاودان روز زندہ حاصل کر مقام لازوال
زندگانی چھے ژہ لافانی کرُن حاصل مگر
سیت بیَن رنجور یاژہ تہ بن تُندُ اک ہم خیال

(۹ اگست سنہ ۱۹۵۱ء)

## از جُدا مہجُور گو

یہ نظم کشمیر کے مایہ ناز ترقی پسند شاعر حضرت مہجور کی وفات پر لکھی گئی

غم چھو از ماتم کشیرے از جُدا مہجور گو
دوستن یارن رفیقن از جُدا مہجور گو
آہ گُلن ہند نغمہ خوان لُٹ بلبلن ہند ترجمان

بلبلِ باغِ سخن ثابت مدا مہجور گو

کاشرٕن ہند ساز وا ین وُول سوزک راز دان

زندگی ہندس ربابس دِت صدا مہجور گو

زانہ وُن سازِ جگر رازِ رموزاتِ سخن

شاعری ہنزہ نادہ ہُند اکھ ناخدا مہجور گو

بخشوُن سوزِ یقین مہجورہ سُند حسنِ کلام

معرفت شیشس برِتھ جامِ ہُدا مہجور گو

مشعلِ راہ روان کاروانِ انقلاب

محرمِ رازِ سخن لیُس ازجدا مہجور گو

امن و اتحادک ترقی ہند سبق دِتھ کاشرٕن

خادمِ قوم و وطن خلقِ خُدا مہجور گو

زندہ تھو رچھوٕرہ بیہ مہجورہ سُند طرزِ کلام

حُسنِ معنی سوی یمیک دِتھ اکھ ندا مہجور گو

(۱۰ اپریل ۱۹۵۴)

# غزل

فوطہ مولہ نادِ تھ خبر بدا آئی ژ ہارنہ محنتہ ہار
محنتہ ہادِ تھ فوطہ یئم کنُ رادہ ئش چینوی وقار

دو کھ بازہ خام گراکن وُشکہ کنہِ ہاد تھ کنٹک
فکرہ گراکن نوڑتہ موٹھ ونُ کھوٹ کنن والین قرار

افتابن ترادُ پر یوہ رٹ تار کوشر مندہ گی
کاش آد گنہ ژُرج تگر پھوچ گرشنہ لگ شگمت ہشیار

سُوت صرافن ادس کتہِ سترل کنک سُوت ہادِ ہادِ
سُورگ کنتھ درگہ بادہ وانیو کرجمع بیوا یہ دیار

کیتُھ کنُد تھ لیتھ دِتھ فراخس لگ الکن اصلاک تلاش
نبردتھ رنجورہ بازارس اندر پر کھاد کار

(۱۶ اپریل سنہ ۱۹۵۲ء)

# انتظار کیجیے

بانگ انقلاب کے علاوہ میری تصنیف کے
مزید اور تین کتابیں جہاد حیات" روح آزاد
بہارِ جاودان. جن میں اعلیٰ اور چیدہ نظمیں ہیں
اور حالات حاضرہ پر تبصرہ کیا گیا ہے۔ بہت جلدی
کیساتھ شائع کی جائینگی. شائقین اور ترقی پسند
صاحبان بے صبری سے انتظار فرمائیں

(رنجور کاشمیری)

(بتعنم اسداللہ اندرواری)

